# فہرست

کِتابہٕ ہُند ناو : لۆہتی گولاب

لیکھن وول : جواہر لال سرؔور

چھاپَن وٕری : جنوری2008

کمپوٗٹر کمپوزِنگ : IILS D.T.P Centre

رِنکوٗ کول (94191-36369)

مول : 200 روپیہ

چھاپ خانہٕ : جے۔ کے۔ آفسیٹ، نئی دہلی۔

سرورق :

کِتاب میلنُک پتاہ:

- 249/1، وِنایک نگر، مُٹھی، جۆم -181205
- ناگراد ادبی سنگم، جۆم۔
- سمپرٛتی جۆم۔
- فنکار کلچرل آرگنزیشن۔ سرینگر۔
- ہرموکھ پبلکیشنز، بڈگام، کشمیر۔

ساحِل اینڈ بِمَل پبلکیشنز، مُٹھی، جۆم

# لۄہتی گولاب سوزے

''لۄہتی گولاب'' چھےٚ میٲنۍ ٲتم شارٕ سومبرن۔ یہِ چھےٚ میٲنین تمِن وٲنۍ ہژن غزلن پیٹھ مُشتمِل یم میےٚ 2006 ؤ یور گُن لیچھِ۔ غزل چھےٚ میٲنِس رُمَس رُمَس منٛز بٔستھ۔ تِکیازِ کٲشُر شٲیِری ہُند رۄح چھےٚ غزل۔ اتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ تہِ شک زِ بہٕ چھُس نظم، رُباعیِ، وژن، لیلایہِ بیترِ تہِ لیکھان۔ مگر غزل چھےٚ میےٚ دِلہِ دُبرایہِ منٛز ژھالہٕ ماران۔ توَے تہٕ چھُ میانہِ شٲیِری ہُند ناگہٕ راد بُرایو جویہِ ژھٹان تہٕ غزلہٕ چھےٚ تھنہٕ پھوان۔

بہٕ چھُس امہِ کتھِ ہُند قٲیِل زِ کانٛسہِ تہِ لِکھٲرِس پزِ نہٕ رِوایتہٕ

| نمبر شمار | غزل | صفہ نمبر |
|---|---|---|
| -60 | ہِکی تارکھ ژٕے پتھ پھلواہ چھ گاشٕتی | 106 |
| -61 | أچھن چھم زؤن اُلجِو پزأری پزأری | 108 |
| -62 | کُمی شالی تارکھ ہأوی نے کتھ پٕتھ ژٕے اُجی لار | 110 |
| -63 | وآرأ گو وتن ہُکی نہ مسافر تہٕ نہٕ ہیٚو سام | 112 |
| -64 | بلایہِ راتھ أزِچ دِمےٚ پلکھ ژٕ میانہِ بزآندی کر | 114 |
| -65 | چانہِ ناوے مے لیکھم نامےٚ تُوٚے | 115 |
| -66 | کرِ یوٚ دکران رؤزِن ہتہٕ بُدی بہانہِ کاشٕھا | 117 |
| -67 | کتھن آسی ییٚہ دِمو دَل واتہِ شاید | 118 |
| -68 | وچھس مَنٛز ہار للہٕ نوؤم وُنیُستام | 120 |
| -69 | ہولہٕ چانے گجسیو دلبرولو | 121 |
| -70 | نارَس نرِ دِتھ پزاوکھ کیٚاہ | 123 |
| -71 | لوکچار وُچھل واوخبر کور کُنتھ دزاو | 125 |
| -72 | چھنہٕ لاَزِم تراؤن ڈایھ تہٕ پتہٕ اِد کتہٕ سمکھو | 126 |
| -73 | دود أندرِم غار زانس باوِ کُس | 127 |
| -74 | مرگہِ مَنٛز بوتراو ہالرِ پزآنی پاٹھی | 129 |
| -75 | أچھن تل مے چھم ژٕے صنم رآتی راتس | 130 |
| -76 | ژٕری پٕٹھی پیٚاہو راتھ تہٕ ییٚہ بس تاپہ تژر | 132 |
| -77 | سہلاب ژٕرِم ۔کتی وُنیکتام کُنی ژٕنی | 134 |
| -78 | أچھن مَنٛز کرژٕ چھتھ ژٕیٚنے خاب أز تام | 136 |
| -79 | ییٚمہِ شہرچ پٕزتھ کاشٕہ وتھ خاموش | 138 |
| -80 | بُتھ بدلوؤن لختن مَنٛز | 140 |
| -81 | سمن بل رآوی سمکھو کتھ ٹھکانس | 142 |

بۆ چھُس وحید جیلانیؔ، مُنیر احمدؔ، اسداللہ انجمؔ، اعجاز راہؔ، تحسینہ شفیؔ، شازیہؔ تہٕ باقین کلوکارن ہُنٛد تہٕ مشکوٗر ییم میانین غزلن پننہِ آواز دِتھ زِنٛدٕ تہٕ جاوید بناوان چھِ۔

أخرس کرٕ بہٕ جگن ناتھ ساگرؔ صأبُن شُکریہِ ادا ییمو یہِ سومبرن ترتیب دِنس تہٕ پرٛوف پرنس منٛز میٛے اتھٕ روٗٹ کوٚر۔

جواہر لال سرورؔ

مکان نمبر 249، سیکٹر-1

وِنایک نگر، مُٹھی، جموں۔

پِن : 181205

فون نمبر : 0191-2598205



نِشہِ پوٚت ہیٚون۔ تِکیٲزِ رِوایتس پھیٖش دِیُن گوٚ پَتُن پوٚت کال، قدرہٕ تہٕ تہذیب نِش دوٗر گژھُن۔ اتھ پڈٕ نہٕ ہرگز تہٕ لوٚب ہیٚون۔ اَوے تہٕ چھُس بہٕ رِوایتھ کوچھِ ہیتھ نوٚین سرحدن تہٕ بَدِ کڈنٕچ کوٚشِش کران۔ رِوایتھ آگاہ اُستھ تہٕ نوٚبر پسند آسُن چھُ ضوٗروٗری۔ تہٕ اَمے سببہٕ کرِ سوٚن کٲشُر اَدب دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ ترقی۔ نتہٕ چھِ کیٚنہہ جدیدیت تہٕ تِتھی ہی ناوکٕرۍ کرِ خبر کیٛاہ لیکھان تہٕ تتھ چھُنہٕ قبولِ عامُک شرف میلان۔ فٲیدٕ کیٛاہ تہٕ لیکھُن یہٕ نہٕ پانس تہٕ فکرِ ترِ۔ یہِ اہم کتھ نظرِ تل تھٲوِتھ تہٕ ہیٚرِ کنٕج کتھ وٕژھناوِتھ یانے رِوایتھ تہٕ نوٚبر پسندی ہُند پاسدار آسنہٕ سببہٕ چھےٚ مےٚ کیٚژن بہلہِ پایہِ غزل گو شاعرن ہٕنزٕ غزلہِ سبٹھاہ خوش کران یمو منٛزٕ پرٛوفیسر رحمان راہیؔ، غلام نبی عارضؔ، موتی لال ساقیؔ، مکھن لال کنولؔ، شاہدؔ بڈگامی، رفیق رازؔ، شاد رمضانؔ تہٕ شہنازؔ رشید قابلِ ذِکر چھِ۔

بہٕ چھُس پننہٕ نَن کیٚژن ساتھین تہٕ رفیقن ہُند وُژھِ واٲنٛجہِ شُکریہِ ادا کرُن فرض زانان تِکیٲزِ یہِ کِتاب توٚہہِ تام واتناونس منٛزٕ دِتی تِمو میٚہ پنٕنۍ رٲے مشوٗرٕ۔ یمو منٛزٕ موہن لال آشؔ، رتن لال جوہرؔ، پرٛیم ناتھ شادؔ تہٕ موتی لال مصروفؔ قابلِ ذِکر چھِ۔

پٲری یِہ وَنس مَنٛز ییٚنہٕ گُنہِ ہِتہٕ ژیےٚ بڑوٚنتھ گرٛھی
ناگہٕ بلن پٔرتھ جایِہ چھُ لیکھِتھ چوٗنے ناو

بالا دَرِنٕے پوشہِ پھُلے تیٚمی پُرٕژ نِتھ ترٛاو
واوٕ چہِ تتھ پٔرتھ گرایِہ چھُ لیکھِتھ چوٗنے ناو

نبہٕ دنٛدنٕے وُنہِ تارکھ زوتان موکھ پرٛزلان
زوٗنہِ ڈٕلکس نوِ آیِہ چھُ لیکھِتھ چوٗنے ناو

دَگ للہٕ ناوان ترٛاو سروٗرنٓ وُنٛی وُنٛی لَر
تس منہٕ بےٚ لشکاےِٓہ چھُ لیکھِتھ چوٗنے ناو



# غزل

دِلہٕ چے پڑتھ دُبرایہِ چھُ لیکھِتھ چونٕے ناو
منہٕ چے پڑتھ گنگایہِ چھُ لیکھِتھ چونٕے ناو

چانٮ۪ سورمہٕ أچھو مے شاید وٚون کیٛاہتام
میٛانٕے أشہِ ددرایہِ چھُ لیکھِتھ چونٕے ناو

چانہِ موکھُک وۄشلُن تیٚمی پڑتھ وِزِ تھوو کھٔژِتھ
کھٔنۍ کھٔنۍ اَز تتھ ژھایہِ چھُ لیکھِتھ چونٕے ناو

زۄزر ژامُت چھُ مرگن پوشہِ پتھرٕن
تہِ گومُت چھا کنَن یتھ شیٖنۂ شہرس

پکن والین چھُ ما پےٚ مُنزلُک کانٛہہ
گرٕھن کوٚت ما سنَن یتھ شیٖنۂ شہرس

سرٛۄرا تھاو ژٕرے از جام بٔرۍ بٔرۍ
پھُلے لگہِ بیٚنہِ ونَن یتھ شیٖنۂ شہرس



# غزل

چھُ ما ووٚنی کاشہہ سَنن یَتھ شیٖنہٕ شہرس
گٲمژ میٲنی وَنن یَتھ شیٖنہٕ شہرس

کلیٖمتی جل، قُمری کوٚستوٗری شاید
چھےٚ ألجمژ اَز دٕنَن یَتھ شیٖنہٕ شہرس

رنگیٚ ڈۄلمُت گُلالن ماہ جبیٖنن
یَمےٚ أسِم پرٛژَن یَتھ شیٖنہٕ شہرس

## غزل

چاکھ نالَس دِتھ مےٚ وُنی وُنی یاد پیٚوم
چانہِ کَتھٕ رٕژھرِتھ مےٚ وُنی وُنی یاد پیٚوم

پڑٲنۍ پأٹھن سون سمکھُن گاہ بےٚ گاہ
زُلفِ خم پرِتھ مےٚ وُنی وُنی یاد پیٚوم

دڑاے کِتیاہ شامہٕ پُٔتۍ اَمہِ چانہِ بڑٲنٛدی
وُچھ اَتمن ٹھٕہرِتھ مےٚ وُنی وُنی یاد پیٚوم

# غزل

یاد بو ہرگاہ چیہٚ مُشرآوی زبم
بے وفا بے گانۂ مے گُنزرآوی زبم

زانُہہ اگر ژِے قبرِ میانے کِنی پلکھ
پوش پُرش نِتھ پننۂ اتھۂ ژِے ترژآوی زبم

سوژنتۂ سُلہِ بیٚلہِ ٹیکۂ بٹۂ نے ہبن پھوٗلُن
پاسِ لِلا ننہٚدرِ مے وُزۂ نآوی زبم

واو ملہِ بیٚلہِ نافۂ زانُہہ بالا دربن
پنۂ مَشےَ بو یاد مےٚ تۂ ژِے تھآوی زبم

تشنۂ ہُش چھَس باگہِ کر آو مے سروٗر
پوشہِ ورُشن گُری زِ اِدۂ ژِے سآوی زبم



# غزل

تارکھ نب گٔنزراوان رٲوِم راتھ مٔژی
تۄہ کٔنز چیٚشمن اَژِنہٕ چھم وٕہراتھ مٔژی

نظرن تَل چھم راتھ سیاہ دُنہِ کاڑ کٔڈِتھ
اَنہِ کھلہِ رٹہٕ کٔناہ وٕتم بو خٲراتھ مٔژی

پارہٕ دَز ژٔہرے اتھ مَنز دزاے تہٕ چھس سوٗنچان
پتھ گٔن کٔناہ چھم تی ژٔے اٮ۪ئے سوغاتھ مٔژی

کر بلا وُوتھ ہور تمہِ دَدرایہِ اوش
دژایہِ گلۍ مۄرتھِ مےٚ وُنی وُنی یاد پێوم

واڈِ گری گری واڈِ ما رٔژھرُن توگُس
واڈِ اَپزی دِتھ مےٚ وُنی وُنی یاد پێوم

ہکچہِ گری گری وۄتھ نژان گیہِ شہرٕ گام
ویرناگک ژتھ مےٚ وُنی وُنی یاد پێوم

تُج سرۄرَن چاۍنۍ کتھ اکہِ غاۤبہِ پاٚٹھی
چون ژھارُن ہتھ مےٚ وُنی وُنی یاد پێوم



# غزل

جولہِ منٛز خاراتھ کیٛاہ دِکھ جوگہِ وَن
دِم موٗللی کیٛنٛہہ ساتھ کیٛاہ دِکھ جوگہِ وَن

دأدی لدہٕے کر تہٕ مےٚ تہِ اکھ سیٛود نظٔر
زین ژٕے درجاتھ کیٛاہ دِکھ جوگہِ وَن

رأتی راتَس سورمہٕ چیٚشمن منٛز رٕچھم
ئلٕج سو از ؤہراتھ کیٛاہ دِکھ جوگہِ وَن

وُنہِ مے دُب دُب کرٕوٕنی ارمان وَچھسے منٛز
وُنہِ چھِ زُوان وَنہٕ چھیٚپہِ منٛز آدٕمی ذاتھ مژی

لفظن لفظن مانے ژورُم چھُس حأران
کیٛاہ چھُ گوناہ کتھ ناو بہٕ کر درجاتھ مژی

وولہٕ بیٚیہِ پرٛأنی پأٹھن رلہٕ ہَو دِل رچھہٕ ہو
یُتھ نےٚ بیٚیہِ کینٛہہ سونٛچان راوَن ساتھ مژی

تھامہِ سرٕرس ہاوس گأمتۍ وَچھ ہٕنٛدریٚوس
وولِستھ کیتھٕ ییٚن ژیٚیے روٗس تس جذباتھ مژی



# غزل

وٗ نِس تل وَتھ مےٗ اٗ ءسم اٗ دی تا متھ
منس سوے ستھ مےٗ اٗ ءسم اٗ دی تا متھ

بۂ دِمۂ ہا نالۂ وَنۂ ہا کیٔاہ مےٗ گدریٛو و
ہٗئِس پپٹھ لتھ مےٗ اٗ ءسم اٗ دی تا متھ

بَنن لد چھُس توَے چھُم ہان کھٗرشۂ مرٛ
ژتبس سوے کتھ مےٗ اٗ ءسم اٗ دی تا متھ

پرٛ ژھُم کُمٗ کیٔازِ چھُس دیوانۂ گومُت
وَچھس مَنٛز وتھ مےٗ اٗ ءسم اٗ دی تا متھ

سرٛورَس شار گٔرث تام بوزِ ناٗوِم
یِہاٗے ارزتھ مےٗ اٗ ءسم اٗ دی تا متھ



شینۂ ٹُج ہِش وچھ مےٛ گومُت چھُم ہوٚنڈُر
کرٛڈھ پیمٛژ راتھ کیٛاہ دِکھ جوگہِ وَن

روگہِ روگے چیٚچ سو میٛانے بڑآنٛدی کِنز
اَز سو آدِمی ذاتھ کیٛاہ دِکھ جوگہِ وَن

یاد ما پپن تَس سرُوٗرَس تِم وژَن
نتۂ ژھری جذباتھ کیٛاہ دِکھ جوگہِ وَن



# غزل

زۆنہِ رأژن وُچھ مےٚ اَز انہار چون
نصِف رأژن زن کۆرم دیدار چون

میأنہِ آئنگنٕ کر پُچھ ما یاد چھُم
یاد کری کری مۆٚڑھ مےٚ ووٕنۍ لوکچار چون

گُل پھولن کر سوٚنتھ یِیہِ باغن نیَن
رایہِ نیرِس چھاو کر سبزار چون

# غزل

لانگہِ پیٹھ دیوانہٕ سمکھَن ژیرِ تام
ماأری مُنڈی جانانہٕ سمکھَن ژیرِتام

واوِ ہالے مَنز دَزان چھُنہٕ ژوٗنگ کانٛہہ
غم مہٕ بر پروانہٕ سمکھَن ژیرِتام

سمکھِ نےَ اَسہِ کانٛہہ پُنٛن تتھ مرگہِ مَنز
توتہِ تم بیگانہٕ سمکھَن ژیرِ تام

چاکھ ناٗلکی سُوی یمن کمہِ تام بڑأنز
ہےَ تمےَ دُردانہٕ سمکھَن ژیرِتام

روٗچھ سروٗرن دِل یمن از تام دوہےَ
اَز تمےَ مہرِ جانہٕ سمکھَن ژیرِ تام



# غزل

وتن چانٛن مےٚ وَتھرم پوٗش یِکھنا
گمٕژ گلہِ زبو بہٕ چھُس خاموش یِکھنا

ہوٚرُم اوٗش سورمہٕ چیٚشمو رأتی رالتس
خبر کتھ جایہِ چھُکھ روپوش یِکھنا

مےٚ گٕنزرِم ساتھ تےَ بیٚیہِ ژٕہی ونیٛگتام
خبر ما چھَم ژٕٹتھ کم گوش یِکھنا

۴

شینہِ شہرس ترٛیشہِ کامن از ژوٚپاۓری
چھُم وچھَس اَز مےٚ للہٕ وُن نار چون

دَگ چھےٚ للہٕ وِنۍ وَچھ دٕزِتھ پھو کیٛاہ ونےَ
پھوٚر گُلالس مایہِ اَز ووزجار چون

راتھ راتھےٚ لیٚچھ سرٕوٗرن یوسہٕ غزل
تَتھ اندر شولان چھُ پرٛتھ کانٛہہ شار چون



# غزل

وچھس منز چھم کھٗنتھ تصویر چاۓنی
پرٛد کیاہ ہیکہِ وۄنتھ تصویر چاۓنی

فقط چھکھ پوش اڈٕ پھوٚل میانہِ باپتھ
اماہ کیتھٕ ہیکہِ پرٛنتھ تصویر چاۓنی

ٹُلکھ نا پرٕدٕ رویس گاش پھولہِ ہے
گٹِس منز گیہِ چھوٚنتھ تصویر چاۓنی

چھُ وصلُک شب دِلس چھَم بیقرأری
زُلف چھِی تڑأوۍ مۍتۍ بردوش یِکھنا

پِأتم پہرس گٔنڈِتھ مے لوٗنچِہ تھأوِم
ژٔرے یکتی یم خاب گرٔتام توش یِکھنا

سرٛوٗرس راتھ گٔے پژاران برٛس تل
خطا کیٛاہ چھُس کھوٗتُس کُس دوش یِکھنا



# غزل

تمہِ شینہٕ شہرُک ماٗری موٚند انہار یہِ کٔمۍ کُن
لگو بایہِ گاہے لار تےٚ گاہ دار یہِ کٔمۍ کُن

تَتھ وارِنژان ہرنہٕ تےٚ بیٚہِ اُسۍ وُزان ناگ
پھوٚج یام یئنبرٕزل تہٕ لتس انہار یہِ کٔمۍ کُن

تیٚلہِ اُس گیوان وتھ تہٕ کران ہکچہٕ لیٚدر آس
مزِ نیٚنڈرِ شوٚنگتھ مدٕمتی اچھِ تار یہِ کٔمۍ کُن

چھُنہٕ کانٛہہ تہِ سمن بل وٗں وٗنس تل زِ سمو اُسۍ
نہَ چھُ بونہِ شِہُل کُنہِ تہِ ہوادار یہِ کٔمۍ کُن

سرٛوٗرِ ژٕ کتھ خاب وُچھان کُس ژےٚ پنُن گام
تتہِ تاٗری برنٛن لگو، دٕزِتھ انہار یہِ کٔمۍ کُن



مےٚ زخمن کُس کرِم مرہم خودارا
چھےٚ فرٛیمَس منٛز سٔنِتھ تصویرٕ چأنی

پٔنٕم ہنٛز زوٗن شوبان تارٕکن منٛز
چھےٚ ما آمرٕ ہٕنِتھ تصویرٕ چأنی

گُلالُک داغ للہٕ وُن چھےٚ سروٗرس
چھُ آمُت از کٔنِتھ تصویرٕ چأنی



وُچھنہٕ کیٛاہ کیٛاہ یِمو أچھو ازتام
پیٛیہٕ تٕلُنۍ کم کم عذاب لیکھوَ

تَس بٕتٕر ما چھٔی کتھ ژٹہِ ہے
تگٕ نہٕ رَچھٕنۍ تٕمِس آداب لیکھوَ

کالہٕ زُلفن اندر بُتھ کھوٚٹنَم
ناو کوٚرنَس دۄپُن نِقاب لیکھوَ

چھو سرۄرَن ترٛیشہِ برٛأنٛژ مٔتۍ آب
یارِ وِے أتھی وۄنُس شراب لیکھوَ



## غزل

دردِ گامن ہنٛدی سراب لیکھوٚ
یم نہٕ زانٛہہ وُچھِ تمے خاب لیکھوٚ

گاشہِ کامن چھےٚ واو ہالے منٛز
کاوٕ گاٹُل ونان کِتاب لیکھوٚ

یم نہٕ از تام چکارہے کھٕتیٚ زانٛہہ
قرنہٕ پھیُر گوٚ تمِن جناب لیکھوٚ

وِجہِ واوَن ماوُچھ کینٛہہ پَتھ بڑوٗنہہ أنٛی کھلہِ پۄک
مدٕ اَز وأِلن کم کم رأیِل بیٚیہِ دِودار

سوٗنتہٕ ہواوَس نافہٕ مٕلِتھ نتہٕ کأمی تھاوِوٗو
نتہٕ کِتہِ دٕدٕ وَنہٕ نٕے وُچھ از تامتھ سبزار

اَچھِ دارٕبن گِندی یِیٚلہِ تس أس راوان راتھ
سورمہٕ أچھن کِتہِ لگہِ ہے تس تیٚلہِ اَشہِ چی دار

اَزٕ چھُ سرٕوٗرس تھکہٕ پیٛنٛجہِ پٹھ بیٚیہِ یاد پھوان
گرٕہشمہٕ ژٕنجن مَنٛز بوٗنہِ ہَواوُک مۄت شیٚہجار



# غزل

یاون مڙِ ما تُوگ شیٚھلاوُن أندرِم نار
پڙاران پڙاران تھامہِ گوٚمُت از تِس لوکچار

مائزِ گلبوِ پیٚے تس سوٚبراوِنی لوِ ہتیٖ پوش
پڙوِ کبتھِ پیٚیہِ ہے موکھسے پیٹھ تس وُنہِ شیٚھجار

سو تہِ آس میٔانی پاٴڈھبن شاید از حاٴران
تس اوس ڈولُمت میٔانی پاٴڈھبن از انہار

پاں ژادَر وٕژھِ ہکچہٕ کران
دوٕژھِ دوٕژھِ روپہٕ تنہٕ چھاۄم راتھ

ڈالہِ مےٚ سوٕزِس لوٚہتۍ پوش
وٕژھِ واٚلنجہٕ رٕژ ناۄم راتھ

استان گرٕژھی گرٕژھی لوٚسم پاد
دشہِ گنٛڈی گنٛڈی برٕمہٕ راۄم راتھ

دِل برٕمہٕ رووٗم پانہٕ سرٛوٗر
کھونہِ مَنٛز از وولہٕ ساۄم راتھ



# غزل

خابن منٛز پأرأوِم راتھ
مَرٕ نیٛنٛدرے وُزنأوِم راتھ

تیشل واوَن کتہٕ تھوٚو کن
نتہٕ کر تام یوٚمبرأوِم راتھ

سو تہٕ اَس کرٛیشان میٲنی پأٹھی
ملریو ملریو چأوِم راتھ

ئِنِس تارکھ نبَس تل رأتی راتس
چھُ پڑاران کَس سَنا جانانہٖ وُچھتوَ

دِلُک دُب دُب بشارت، واتہِ دِلبر
غنیمتھ چھُم مُژھیُل یارانہٖ وُچھتوَ

خبر کوٚ سنہٖ نبس از بُتھ چھُ ووشلان
پکان شاید مےٚ گُن مستانہٖ وُچھتوَ

سرٛوٚرَن پوشہِ پھُٹی چھکی لولہٖ وتہٖ نےٚ
سُہ واتہِ پانہٖ ہیتھ مس بانہٖ وُچھتوَ



# غزل

ہوا تیشل فِضا دیوانہٕ وُچھۍ تو
گوٚمُت خاۄلی چھُنا میخانہٕ وُچھۍ تو

چھُ لاۄزِم پان زاۄلُن شمع ہیٚے پوٚز
خطا چھُس کیاہ دزان پروانہٕ وُچھۍ تو

سمندر زاگہِ روٗزِتھ کس چھُ پراران
پریشان چھےٚ گوٚمُت دُر دانہٕ وُچھۍ تو

## غزل

مےٚ رأوِم راتھ اَز پڑاران وٕنۍ زبس
مےٚ زخمن دگ چھوکل چھُم پان وٕنۍ زبس

خبرٕ کمہٕ آشہِ ہیتھ کم شوق رٕژھرِتھ
سوٗنزل کتھ پیٹھ چھےَ اَز توشان وٕنۍ زبس

گوٚمُت سٕرۍ نال چھُم تہٕنٛدے اَمارَے
کٕزلی أچھ ڈُنہِ چھےٚ اوٚش ہاران وٕنۍ زبس

# غزل

وولہٕ میٲنہِ متیٲ ننٛدٕرِ ہتیٲ کیٛاہ بہٕ کرَے گژاو
وولہٕ اکھ ژیوٚہا اکھ برتہٕ مےٚ نِش کر تہٕ ژٕے ٹھہراو

نالس مےٚ وٕتھِم چاأکی أچھن گوم ہوٚکھِت اوٚش
دَرِ زوٗن لُجس میٲنہِ برٕما کاٗنہہ تہِ اکھا ژاو

ییٚتہِ تاپہٕ ترٛژر بییٚہِ چھِ سیٛکلی، شاپہٕ لد واوٗل
تتہِ سانہِ تتھَ ریٚشی وارِ مٲلتھ نافہٕ ڈلان واو

امرٕتھ چھُ وُزان ہرموکھس تےَ وٕتھ چھےٚ گبوان ہُری
پتھ وَنہٕ چھےَ گبوان وِگنہِ تےَ بُلبُل چھِ بران چاو

تہا بہٕ اَز چھُس چھُم نہٕ یِوان ووٗنی میٛےٚ اوٚنٛد پوکھ راس
بأگر سروٗٓرا زوٗنہٕ گاشس ملرِ بُرٕی بُرٕی تھاو



# غزل

یےْلہِ میےْ پیےْہِ ہَم یاد تر دامانۂ گوَ
کر مےْ کوْر مَے واد تر دامانۂ گوَ

دڑایہِ شیرِین اَز ژھٹان بے وایہِ اوْش
یاد پیْوس فرہاد تر دامانۂ گوَ

پوشہِ پتھرِے ہوْچھ تۂ بُلبُل گُلی سَپنِز
بوزِ گُس ووْنی ناد تر دامانۂ گوَ

گُلن مُٹھ پأری زانٕے بُلبُلن ہٕنز
توٗے ما میٲنی پأٹھی حأران ؤنی زبس

چھِ پھیشان ترٛیشہِ ہٕتی وُٹھ مےٚ کدس مٕنز
ؤکہِن چھنہٕ ترٛیش وونی چاوان ؤنی زبس

وُپھل واوس چھُ کتہِ ٹھہراو آسان
سُہ کیٛاہ از نیٖہہ گٕژس ژھاران ؤنی زبس

سرٛوٗرس تھو مہٕ وونی پیمانہٕ خألی
تھٕوِتھ چھےٚ آیتن زُو جان ؤنی زبس



# غزل

چانٛبن کتھَن وٕں سنہٕ کُس کیٛاہ کیٛاہ چھِ ییٚتہٕ ونان لُکھ
تمہِ شہرٕ چھبن وتن پیٹھ کتھٕ میٛانہٕ ووٕنی ٕکنان لُکھ

اَنہری ژٕ خاب رٕژھرکھ کمہِ آشہِ وَن پگاہ ـکتی
پگہس نہٕ ییٚتہٕ سنان کاثہہ پگہس نہٕ ییٚتہٕ بڑمان لُکھ

وتہٕ پٔدی چھِ رأسی گأمتی نیٚہٕ گٔٹ چھُ نال وۄلُمت
گرٛھکھے تہٕ کوٚت گرٛھکھ وَن وتہٕ وُنہِ چھِ ییٚتہٕ کھنان لُکھ

دِل کأنسہِ ہُنٛد روٚچھت ما زانہہ کر ژٕ زوٗنہِ رأژن
کھُر اَز کتھَن چھُ آمُت تتھ کتہِ چھِ زانہہ سنان لُکھ

شہرُک ہوا تہِ بدلیوو ژھایَن تہِ اَز چھِ کھوژان
سمکھی ژیےٚ کُس سرٛوٗرو ییٚتہِ راتھ دوہ چھونان لُکھ



رأتی راتس تمٕ گنٛزری تارکھ ہٕکھ
ہے سہٕ قدِ شمشاد تر دامانہٕ گوَ

راس ما تَس آیہٕ راتٕچ زوٗنہٕ راتھ
اَز کران فٔریاد تر دامانہٕ گوَ

کر وُڑوَ اَز ژٕرے سروٗرا وزِ چھےٚ رٕژ
لوٗسیٕ متی چھِی پاد تر دامانہٕ گوَ



تھٲوِم رٔنگی رٔنگی مےٚ دیوانٕ خانہٕ کرتام
اما پۄز چھَم فرق باسان گچھس مَنٛز

ڈِیان وَن ہارِ، کوتر کلی گُمتی آسی
سُتت ڈٔنیوٗ ڈھُم دِوان دِگہٕ اَز گچھس مَنٛز

سرؤرا کیٛاہ پھرِکھ چھےَ مَلرِ خٲلی
بجٕیلی کر ژٕےٚ ترٛاؤتھ زانٛہہ سوچھس مَنٛز



# غزل

وَچھس گٔری تھےٚ کلُف وژاہٕژ پچھس مَنز
چھےٚ گاٲہٕژ گاشہِ کامن زُنہٕ پچھس مَنز

چھِ ہٕنٛدرٕ یمتۍ رٕسلی تَم خاب سأری
رٕ چھِتھ کیٛاہ تھاوِ وتم بوَ وچھس مَنز

ژنٛدن وُٹھ چاٲنۍ انہار چون بدلےٚ
موٚیچ مُستی یہِ زن کوہٕلی دچھس مَنز

تیرِ مِژگان لأے تٔمۍ سورٕملی أچھَو
زانہِ سُے تیٚمۍ ژأڈی وِزِ وِزِ یم خنٛجر

یام تُل تٔمۍ پرٕدٕ رویَس گوَ منٛدیٖشُن
زانہِ سُے پہتروو تیٚمۍ تاپُک ترٛشر

گرنٛد کرٕنۍ ہیٚش ییٚلہِ سرؤرنؔ اَز کتھن
یا چھُ تس چونُے اثر نتہٕ چھُ تس میٛونُے مژر



## غزل

بیٚیہِ تہٕ دِیہِ ہے زانٛہہ سُہ پوٚت پھیرتھ نظر
شرمےٚ ژلہِ ہے مانہٕ ہا توٗہنٛدُے بجر

شامہٕ ژھایَن مُتۍ کرُٕنۍ چھُنہٕ مانہِ کانٛہہ
پوٚز اگر بوزکھ یہٕ گو سوٗرُے مژر

رأتۍ راتس پژارِ یُس کانٛہہ دارِ پیٹھ
آسہِ گُس یَس آرزوٗ، یٖیہٕ کر سحر

# غزل

وُتِش مےٚ پانٕہٕ دِیُت پنٕہٕ نٮ۪ن خیالن
سبزر ما کاشہہ تَوے میانٮ۪ن سوالن

رٕٹِم میےٚ پاد اَز پیٖرَن فقیٖرن
فِراقٕچ دَگ ونےٚ کٔیاہ چھُس بہٕ ژالن

ژےٚ روس رِکتھٕ گٔنز گٔنذ اَرٕم راتھ ہِجرٕچ
چھُ میٚونٕے حال ویٚود کوہَن تہٕ بالن

# غزل

دزان ہَن ہَن مےٚ وُنہِ چھُم یاد پیٚیہِ ہَم
مےٚ گوٚژھ غم چون ہمدَم یاد پیٚیہِ ہَم

ژٕےٚ کر پرٚژھ تھم وُنیکتام شیٚچھ خبر زانٛہہ
گٕمتی چھِم شوق برہم یاد پیٚیہِ ہَم

یہِ دگ ہجرِچ گُنٕےٚ زوٗن ژالہِ کوتاہ
دٕتُتھ گُلہِ میٹھِ بس غم یاد پیٚیہِ ہَم

سو وَصلچ راتھ زانٛہہ کر باگہِ آیم
مُٹھی تَم وعدٕ پیٚہُم یاد پیٚیہِ ہَم

سرٛوٗرس ملرِ سوزَتھ، لول یوٗرتھَس
مےٚ گوٚژھ بس آبہٕ زم زم یاد پیٚیہِ ہَم



# غزل

چھُنہٕ مائٚزِ گُلبن کانٛہہ تہٕ خٔریدار ہیۄ ما
پۄد پۄد دزان پڑتھ جایہِ کٕنُن نار ہیٚوِ ما

اَز کل چھِ اُنجمٕژ بۄلی ژواپاٗری وتن پیٹھ
تمہِ شینہٕ شہرُک ماٗری مۄنٛد انہار ہیٚوِ ما

پھیران گُس تام جۄگی أمِس جۄلی کرٛھس تل
کرٛکھ اوس دِوان کانٛہہ اکھا شہمار ہیٚوِ ما

تھٔون یئلہِ تاٗرِ مے خانس مےٚ دوٚپمس
کوٚرُس دیوانہٕ بو چاٗنی جمالن

ستم کم کم تلِم کوتاہ مےٚ پیترُم
مُروَتھ کانٛہہ تہِ ما گٔرِ نَم گُلالن

چَمو رِکتھہٕ، زوٗنہٕ گاشس ڈھاکھ لوٚگمُت
توَے ما کانٛہہ حسر ملرہن تہٕ پیٲلن

سرٗورس یاد وُنہِ تم ساتھ گرٕشتام
جَران یئلہِ موکھتہٕ آٔسکھ مویہِ والن



# غزل

ژھوٗکیمتۍ تم پکن وأنی چھِ شاید
توَے ما محلّہ خاں خأنی چھِ شاید

چھٔلِتھ زُنہٕ گاشہِ تمہِ أسی خاب رٕچھِ ٕمتۍ
پھٔٹِتھ ہیٚنزن وٕں دِنۍ زأنی چھِ شاید

تُلان کُس کتھ چھُ لتس ہی مالہِ ہٕنز از
گوبان یَس از کنَن وأنی چھِ شاید

تِم اُسی تَمِے کیٚاہ خبر اَجِہ راٰژ کپاٰری دژاے
ڈ دیٖمتیٖ چھِ یَم سبزار بیٚیِہ گُلزار ہیٚیو ما

صحٰراٰوی وتن تاپٖہِ تژر بیٚیِہ چھُ دزان وَچھ
تمِہ ناگہِ بلُگ خوشیُوٗن شٚیٚہجار ہیٚیو ما

سرٗوٖرِ ژیٗوٗنُم یام سونٹُگ واو ٹیٚٹھیٗمُت
لاٰیِگم کٔنٛزٕ مے تام پٔنٛز شار ہیٚیو ما



# غزل

چانہِ انہارکی وُچھِم نا خاب کیئنْہہ
سورِونہِ ہاِرکی وُچھِم نا جاب کیئنْہہ

رأتی راتس تارکن مے کوٗر شُمار
چانہِ لوکچاِرکی وُچھِم نا خاب کیئنْہہ

سورمہِ چیٚشمن چانہِ نے منٛز وُنہِ خُمار
بادشاہ تاِرکی وُچھِم نا خاب کیئنْہہ

پوشہِ تھرِ گُن سونٛتھ کالُک موٗت ہوا
لاآرِ پٹھ داِرکی وُچھِم نا خاب کیئنْہہ

ہولہِ گُجرٕ لولہِ چانے زوٗن چھیٚس
بس ژندن ہاِرکی وُچھِم نا خاب کیئنْہہ



سوٗزل نیرِٛیا خبر لۆتی پرٕی ترٛاوان
سو گُمہٕ ہٕشؠ تس بدل چاۘلی چھِ شاید

فِضا مُشکو کوٚژن ما واش زُلفن
سو ما یوٗ‌گُن یِوان باۘلی چھِ شاید

سو نازل اۘس رٕنزٕناوان برٛژن منٛز
مگر وۆنۍ پیٛالہٕ تس خاۘلی چھِ شاید

رٕچھِتھ تمہِ تھاۘوۍ ہتۍ کیٚنہہ دامہٕ پتھ گُن
سرٛوٗرس برٛاۘنتۍ گیہِ ڈاۘلی چھِ شاید



تارکن مُٹھۓمتی چھِ شاید ڈری گنٹڑنی
ترٛاوِ نا کاٹھا تہر وولٹیو واو

ژھوگ کأسِتھ بلبچُر کرِ بوٗلی کوٗس
تس گوٚمُت پانس قہر وولٹیو واو

تٔج نہٕ از تامتھ سرٛوٗرس پرٛژھہ رچھنی
نابدس نتہٕ کتہِ ٹیچھر وولٹیو واو



# غزل

یا تۂ لیکھِن ہئلی اچھَر وولیو واو
نتۂ وُچھُن میٔونُے مڑر وولیو واو

یاتۂ برِ ہےَ شورٔ ٔستہن مُر پُئَن
یا تۂ دِیہِ ہے چھٚون زہر وولیو واو

میانہِ گاچ راش کئمی سنۂ ڈاْج ٔمڑ
لئج یہِ کبتھِ کئمی ٔبشز نظر وولیو واو

ننٛدرِ پیٛمژ اَس زن شِنہٕ مائی
لوتہِ وُزناٲوم خابن مَنٛز

ہکچہِ کران اَس پاں ژادر
دوٗژِھ دوٗژِھ چھاٲوم خابن مَنٛز

اَدی پھوٚجمژ اَس ہی تھٕر
سو تہِ مُشکاٲوم خابن مَنٛز

زانان بَس چھُ سرٚوٕرے یوت
کبتھٕ بژمراٲوم خابن مَنٛز



## غزل

تن پأرأۄم خابن مَنٛز
دَگ شٲیہلأۄم خابن مَنٛز

سوتہِ أس گأمژ نارِ ے نار
مےٚ تہِ منٛہٕ نأۄم خابن مَنٛز

تس أسی بٕرۍ متۍ کٔمۍ تام کن
اَز رٕنٛزِ نأۄم خابن مَنٛز

ژاوِ ییٚلہِ ووٕنی لوٚتی قدم میٲنبن وَتَن
میُون دِل سنبھلٲوِ تَن راتس دوٚہَس

وَچھ وُشُن تھاوِتھ بہٕ کرٕہَس نالہٕ مُتی
سینہٕ مُژ رِتھ ہاوِ تَن راتس دوٚہَس

یم چھِ پارٕدی ژہی یمن کٔمی راچھ کٔر
تس بُتر وُپھلٲوِ تَن راتس دوٚہَس

پھُلیہِ موٚت گومُت نِشاطس منٛز سرٛور
لالہٕ روے گُل چھاوِ تَن راتس دوٚہَس



# غزل

زلُف بردوش ترٛاٚوِتھ راتس دوٚہَس
چیٚشمہٕ پُرنم تھاٚوِتھ راتس دوٚہَس

تھاوِ بُرۍ بُرۍ ملرٕہو ےیُس بے حِساب
ترٛیشہِ ہٕتۍ تمبلاٚوِتھ راتس دوٚہَس

گرٛنٛد کرٕنۍ مےٚ خانہٕ نٕے کتھ کرٕ تمٕس
اٚنتھ روٗس سُے چاٚوِتھ راتس دوٚہَس

شیٛنہٕ پِپِنیٛا ووٚنی چھےٚ ما کانٛہہ شیٚچھ انان
نےٚ گرٛہان کانٛہہ ٹاو ہے اٚسی کم سۍ اٚسی

تتھ ونِس مَنٛز وِگنہِ چھنہٕ اَز کل نٟشان
بس چھِ آدمی کھاو ہے اٚسی کم سۍ اٚسی

میٛانہِ گاچ بۄنی پیٛمٕژ ترٛیشہِ ہٕژ
پھوٚر یہِ ورُزن واو ہے اٚسی کم سۍ اٚسی

اَز پچِن بُلبُل کتھن دَم دارِ پیٚٹھ
کرِ سرۄر کس گژاو ہے اٚسی کم سۍ اٚسی



## غزل

اَسہِ تہِ گٲرٕی تَو ناو ہے أسی کم سأٓ أسی
کس کرو ووٕنی گڑاو ہے أسی کم سأٓ أسی

نٕےَ در ہ دیوار کاٗنہہ نٕےَ تھہَ پتاہ
بس چھُ تیشل واو ہے أسی کم سأٓ أسی

پوشہِ چمنٕے رأوی تارکھ گٔے وٕٹسی
کٔمی سنا گِیُنڈ داو ہے أسی کم سأٓ أسی

لأنِ نٔیایَس کٔیاہ بٔنیا تأپر کاںٛہہ
وونِ اگرتھوِ ہے سُہ کن مےٚ تہِ باسہِ ہے

واۓِ ٲری ٲری واۓِ ما زاںٛہہ پوٗل تمٔ
پھیرِ گوٗ ؤری یَن رٲتن مےٚ تہِ باسہِ ہے

آسہِ ہے ہرگاہ سرۄرٕس مٔیوٗن سرٛیہہ
مائہ گرٛشھِ ہے تیٚلہِ گوٚتن مےٚ تہِ باسہِ ہے



# غزل

یاژٕ کڈ ہکھ پھُٹھ کتھن مےٚ تہِ باسہِ ہے

نتہٕ ژٕ وُچھہکھ حدوتن مےٚ تہِ باسہِ ہے

کیٚاہ عبارتھ آلیچھٕرٕ چھُن خشمہٕ ہُتے

پھُیر دُتن ما زانٕہہ خطن مےٚ تہِ باسہِ ہے

وآنٕس اکھ سوریہٕ اَزِ تامتھ وُچھان

شورٕ نےٚ ودِ ہے وتن مےٚ تہِ باسہِ ہے

بٕرِتھ تھٲوۍمتۍ مےٚ اٗسم پوش ہلمَن
ونےٚ کیٛاہ تٕم تہٕ ترٛاٗوِم یارٕ بلنٕۍ

ہٕنٛدٕری ارمان رٕ پچھِتھ تھٲوۍمتۍ وٚچھس منٛز
سنان کُس تٕم تہٕ چھاٗوِم یارٕ بلنٕۍ

دِوان اٗسۍ پھیُر کتھن من اوس وولسان
مُرِژھلی دوہ یاد پاٗوم یارٕ بلنٕۍ

سرٛوٗرا دام گرٛتام اٗسۍ پَتھ گن
مگر از تٕم تہٕ باٗوِم یارٕ بلنٕۍ



# غزل

مےٗ دزِوِنی ژاُنگی تھاؔوِم یارِ بلنۓ
موءِللی شماہ سجاؔوِم یارِ بلنۓ

پوءتلی پوزا کران اوُسس بہ راتش
صُبح پھوٗل ڈُچھ تہ باؔوِم یارِ بلنۓ

خبر ئُمہِ شوقہِ بُرٔی تمہِ جام وصلٔکی
مےٗ یشھِ پڑھِ باُگراؔوِم یارِ بلنۓ

# غزل

نظرٕ نےَ ڈلہٕ ہَن تہٕ أسی ما راوٕ ہَو
یار نےَ ژلہٕ ہَن تہٕ أسی ما راوٕ ہَو

کانٛہہ مُسیحا آسہِ ہے کرِ ہے یلاج
دِل اگر بلہٕ ہَن تہٕ أسی ما راوٕ ہَو

ہاے وِجہِ واوَن تہِ ما تھُو پأری زان
ڈکھ تہِ نےَ الہٕ ہَن تہٕ أسی ما راوٕ ہَو

# غزل

غم پٹن بو ڈالی سوزے بیہ نہٕ کینٛہہ
یارٕ بادام خالی سوزے بیہ نہٕ کینٛہہ

شوقہٕ چانے تھوٗ مےٚ از تامتھ کھٕٹتھ
داغ جگرٕکی کالی سوزے بیہ نہٕ کینٛہہ

بار گوٗ براوان مےٚ یم سروِنے قدس
بس یمےٚ کنہٕ والی سوزے بیہ نہٕ کینٛہہ

سوٗنزلہِ ڈُپٹس رنگ بٕرِم نا چانہِ بزٕ آثرٕ
اَز پگاہ یژکالی سوزے بیہ نہٕ کینٛہہ

شاد کینٛہہ لیکھان سرٕورس راوٕ راتھ
چانہِ ناوے لالی سوزے بیہ نہٕ کینٛہہ



# غزل

ڈالہِ مےٚ سوٗزِس دِلہِ جِگرٕکی یم گٔرشتام قاش
کھونہِ مٔنز پھِرٕ وان گرٕ پتہٕ گرٕ چھُس پنہٕ نی لاش

کٔمی تھو لیکھِتھ آنہٕ پٔڈِس پیٹھ میٲنی کتھ
کٔمی روٹ موچھِ مٔنز ہے اَز تامتھ زانٛہہ آکاش

کرمس لیکھِتھ تھوٚوَنم تٔمی مے ہِجرُک نار
مولہٕ ناٲوِم ما زانٛہہ اَزتامتھ پنہٕ نی راش

وُتھی نہٕ نںٛدری نںٛدرِ مُتی تم جانہٕ وار
گژز اگر تُلہٕ ہَن تہٕ أسی ما راوٕ ہَو

دُ دونن مَنٛز خاب سَپدُم شالہٕ مار
پوش یوٚد پھولہٕ ہَن تہٕ أسی ما راوٕ ہَو

قرنہٕ پھیرُ چیٚشمن سَپُد گئے خشمہٕ بزُی
شاپھ نےٚ ولہٕ ہَن تہٕ أسی ما راوٕ ہَو

نافہٕ کمٕی موٚل زوٗنہٕ گاشس وَن سروٗر
دِل اگر رلہٕ ہَن تہٕ أسی ما راوٕ ہَو.



# غزل

ڈالِہ مےٚ سوٗزِس دِلہِ جِگرٕکۍ یَم گرٕتام قاش
کھونہِ مَنٛز پھِرٕوان گرٕ پتہٕ گرٕ چھُس پنہٕ نۍ لاش

کٔمۍ تھوٚ لیکھِتھ اَنہٕ پُٹٕس پیٹھ میٲنۍ کتھ
کٔمۍ روٹ موچھِ مَنٛز ہے اَز تامتھ زاشہہ آکاش

کرمس لیکھِتھ تھوٚوُنم تٔمۍ مے ہِجرُک نار
مولہٕ نآوِم ما زاشہہ اَزتامتھ پنہٕ نۍ راش

وُتھ نہٕ نٔنٛدری نٔنٛدرِ مُتۍ تِم جانہٕ وار
گرٛز اگر تُلہٕ ہَن تہٕ أسۍ ما راوٕ ہَو

ڈٕدونن مَنٛز خاب سَپدُم شالہٕ مار
پوٚش یوٚد پھولہٕ ہَن تہٕ أسۍ ما راوٕ ہَو

قرنہٕ پھیُر چیٚشمن سَپُد گٔے خشمہٕ بُزی
شاپھ نٮ۪ے ولہٕ ہَن تہٕ أسۍ ما راوٕ ہَو

نافہٕ کٔمۍ موٚل زوٗنہٕ گاشس وَن سرٛوٗر
دِل اگر رلہٕ ہَن تہٕ أسۍ ما راوٕ ہَو.



# غزل

دپہٕ کھے تہٕ سمکھو بیٚیہِ تہٕ أسی دُبارٕ وتن پیٹھ
نتہٕ ءکتہِ پھرِ سمکھیہِ أسی آوارٕ وتن پیٹھ

سنگرن چھُ ترُن وچھ تہٕ بیٚیہِ سہلاب أچھن منٛز
کم مائنٛزِ گلی ڈولان از ییٚمہِ شہارٕ وتن پیٹھ

پمپوشہِ پادو یام تمٕی از ترٛأوی قدم لوٚتی
ءدی ساسہٕ ءدی پروانہٕ بیٚیہِ اَز نارٕ وتن پیٹھ

ینہٕ سوٗنتہٕ ہوا ڈوٗل تہٕ پھوٚلتھ آیہِ یئنبرٕزل
تنہٕ مُشک ژھٹان دژایہِ نوِ انہارٕ وتن پیٹھ

مےٚ تہِ ہور أزئیگ باز تےَ دیوانہٕ بٔنتھ دژاس
سرؤرٕ سمکھو کائی کتہِ دوہ تارٕ وتن پیٹھ



یَتھ بُستی مَنز باگہِ چھُ آمُت تاپہٕ ترٛٹر
رٕچھِ رٕچھ نتہٕ مےٚ آسہم تھٲوِتھ تمیٚ سنٛز آش

زخمن میٲنبن تمیٚ ما مرٕہم کوٚر اَزتام
تمیٚ ما کتھٕ نےٚ اَزتامتھ تُل زانہہ پُرخاش

ناگہٕ بلس پیٹھ تیٚلہِ آسی سمکھان گۓ تِم دوہ
پرٛژھ تہٕ مُتِس میٲنِس کینٛہہ وُنہِ آسیاہ یاداش

أنٛدری للہِ ناوُن چھُ سرٛورٕس لولُک زر
چیٚشمہٕ تُلکھ نےٚ سر کتھٕ سپدِہم منٛز وتہِ فاش



# غزل

سورمہٕ چشمو چاوِ کانٛہہ لتس چھا گوناہ
زُلف بردوش تژاوِ کانٛہہ لتس چھا گوناہ

رأتی رالتس زۄنہِ تیٚمی گٔنڈ مژ مُدے
وچھ پٔژن لۄژ راوِ کانٛہہ لتس چھا گوناہ

خاٗلی گژاوَن کن تھوُن تتھ چھا حسر
سینہٕ مُژ رِتھ ہاوِ کانٛہہ لتس چھا گوناہ

# غزل

سوٗنتس چھےٚ بے قرأری ییہِ ہے بہار یوٗکن
موکھ پڑزلہِ شالہٖ مأرس اِ ترِ سٕہ یار یوٗکن

اَشہِ وانہِ سگ دِوان چھَس بالن کوہَن تہٖ نیہِ نٕے
سوٕے آش ہٕتھ یہٖ پڑاران گرٛزِ آبشار یوٗکن

تیشل یہِ واو دژاُمت ڈیٖشتھ سٕہ یار وُتشل
راتس نٔنس نبَس تل پھولہِ لالہٖ زار یوٗکن

اَنہِرٕ مےٚ خاب رٕچھی رٕچھی از تاں تھٔوم ووٚندس مَنز
تٔلی ٹارِ کر نظر اکھ پھولہِ شالہٖ مار یوٗکن

بٔری بٔری مےٚ مأتزِ گُلہِ وِٕے گرٛژ تام جام تھأوِم
ییہِ نا سرؤر چیٖیہِ نا کھسہِ نا خُمار یوٗکن



## غزل

أچھن زۄن ٲنٛجہٕ نِگارس وَنے کٔیاہ
مۄر باگہِ آمُت بہارس وَنے کٔیاہ

ہٕنٛدٕری خاب وُچھی وُچھی پیٚمٕژ راتھ پپٹھی یَس
تمِس تھچھ چھےٚ ٲنٛجہٕ قرارس وَنے کٔیاہ

چھونیمٕژ یٔنبرزَل وُچھان چیٚشمہٕ لوٗسَس
بۆمبُر مٔتی کران تۆ چھُ نارس وَنے کٔیاہ

پوشہِ تھرِ ییٚلہِ زانٛہہ تہِ شبنم بُتھ چھلبس
پان اڈِ پأراوِ کانٛہہ تس چھا گوناہ

سروِ قدہے چھِس شُبان کیٛاہ دوٗرِ کن
تم اگر ألہِ راوِ کانٛہہ تس چھا گوناہ

لولہِ سٔدرس منٛز وٕستھ مٕژ زِندگی
تَن اگر زَن ناوِ کانٛہہ تس چھا گوناہ

وُچھ سرٛوٗرنٛی مٕژ غزل وولسیہِ کیٛاہ
من اگر شیٛہلاوِ کانٛہہ تس چھا گوناہ



# غزل

کتھ گرِو ینہٕ ییٚمہِ زمانٕچ دوستو
گرٛھنہٕ گرٛھی تھےٚ آسمانٕچ دوستو

کتہِ سمو اُسی کٔتھ دِلکی یم چھوکھ بلن
کیٚنٛہہ نہٕ خبرا کُنہِ ٹِھکانٕچ دوستو

چھُس ہلم دأرِتھ بہٕ درشن دارِ تل
ستھ رٔچھِم امہِ آستانٕچ دوستو

گۄمتۍ رأسۍ وَتہِ پۆدۍ دپان دردِ گامن
کھسان ما چھُ منصوٗر دارس وَنے کیٛاہ

خبر رایہِ کمہِ دشہِ گنجبن آستانن
گوٚمُت پوہ تمِس ما چھُ ہارس وَنے کیٛاہ

اگر واوِ توٗتن گرٛشھکھ وٕنزِ تس یِی
ژٕ کریکھِ سو چھےٚ اِنتظارس وَنے کیٛاہ

سرٛوٗرس سو وَنہِ ہے پٕژٕن حالِ دِل اَز
سُہ روٗشِتھ خبر کتھ شہارَس وَنے کیٛاہ



# غزل

نِشاطس دارِ بر اَز تڑاو اُتیٖ یے
مبارکھ سۄنتھ ہے بیٚیہِ آو اُتیٖ یے

یہِ موکھ پڑزلان زن چھے ماہِ تابان
چھےٚ اُنجمۍ پوشہِ نۍ اَز کڑاو اُتیٖ یے

سنیٖر چھے سورمہٕ چشمن آنتھہٕ روستے
زُلف شہمار مے پاٗراو اُتیٖ یے

کس أکِس ییٚتہِ راس یم صحٔراو آئے
کٔمُ خبر أنؔ تمہِ جہاۡنچ دوستو

راتھ یُس دوٚد ناۡرِ وَن ژھشۡورود کٔمُ
ہوگ گیہِ مثٔانے مکاۡنچ دوستو

چاک ناۡلکی ۂکتہِ ہَن ازتام سُوِی
روٗز ما خبرِے مےٚ پاۡنچ دوستو

اَز پگاہ گٔری گٔری سرٔورسٓ وآنس رآو
کتھ گٔرِن دوہدِش بہاۡنچ دوستو



# غزل

کتھن از پھُیر دِمو أسی پڑأنی پأٹھن
کتھن سأری سَمو أسی پڑأنی پأٹھن

سو پھرِ از رأتی راتس مأنز گلہِ وِے
وٕلِو سأری چَمو أسی پڑأنی پأٹھن

کتھن منٛچھر چھُ تَس شیرٛین دہانٕس
مگر وٕلی ٕمتی غمو أسی پڑأنی پأٹھن

یہِ وِز صُبح تہٕ گرٛز ہُمہ آرٕ بلہٕ کُے
وٕلِو از بیٛیہِ برٛمو أسی پڑأنی پأٹھن

گرٛشِھتھ اَستان سرؤرا فأض میلان
تتھن سأری نمو أسی پڑأنی پأٹھو



پھِران گرٕژھ اَز نٹو ناریو مےٚ تشنَس
یہِ دِل دزوُن مےٚ وونۍ شیٚہلاو اُٹ یے

بژمان چھُس بو وُچھِتھ یم نار پِستان
شمان پانس اندر چھُس واو اُٹ یے

یہٕ تنہا چھُس گٔژس مَنز گاش ژھاران
کھٔژِتھ مےَ تھَو پَنُن روے ہاو اُٹ یے

سرٛورٛس کیاہ خبر کیُتھ کیاہ چھُ لیکھان
گِندان لفظن ژھنڈان صحرٕاو اُٹ یے



وَتھۓٍ یبٗلہِ رأو کتھ ِکتھٍٔ پأٹھی سمہِ ہے
چھےٚ پھٹٍٔ نس ناو دٍٔیہِ نا تار کاٹرشھا

بُنُن گدُرُن وَنُن مُشکل بنیوٗمُت
بۂٍ زن ونۂٍ ہا تۂٍ بوزٹیا زار کاٹرشھا

چھےٚ للۂٍ ؤٍنی دَگ سرٗورسٓ دِل رَچھس گُس
تلا توٚہی بوزٍٔناوٕیوٗن شار کاٹرشھا



# غزل

وَچھس میٛأنِس گٔرِو لوٚت بار کاژھا
تلا گٔری تَو گٔرِو یقرار کاژھا

سمٛندر کٮ۪ازِ وولٮ۪و کتھ سَنا پیٹھ
چھُ وۄتھمُت نیٛندرِ زَن شہمار کاژھا

دزان اۄند پۄکھ تہٕ أسی کتھ جایہِ سمکھوَ
وۄں یتھ ریٚشی وارِ ژھیٛورٮ۪ا نار کاژھا

یِوان یم رأژ ما چھم راس ژیٚے روٚس
گوٚمُت پھلواہ بہٕ چھُس ننہِ وانہٕ چوٗنے

مےٚ زوُلم خون ژانگن نیٚہہ گٔژس منٛز
توٚے پرٛزلان چھُ از کاشانہٕ چوٗنے

مےٚ چوٗنے اورِزۆ گُل روے ہاوُم
چھُ پرٛاران ڈیڈِ تل مستانہٕ چوٗنے

خبر چھنہٕ کیٚنٛہہ سرۆرٕس گُس ونٕس پےٚ
کتِن کتھ جایہِ چھے استانہٕ چوٗنے



## غزل

لثیوٚ کھُم راتن مےٚ اَز افسانۂ چونُے
ژ چھُکھ شمۂ بۂ چھُس پروانۂ چونُے

گوٚمُت دامانۂ تر چھُم أشی پھیٚر بو ٕستی
ییٚنبرٕ زٕلی چھُس بوٚمبُر دیوانۂ چونُے

سٕدرٕ بٕری بٕری ژےٚ تھٕوی متی چھِی أچھن منٛز
وٚونُے کٕمی ژھوٚر گوٚمُت میخانۂ چونُے

چانہِ حُسنچ ہوگ گاٲڑ پتھ وَنن
کانٛہہ ونان چھے زوٗن کانٛژھا چھے سونٛزل

عشقہِ باپارس اندر دِل مُلہٕ چھُ ما
لولہِ نارس منٛز چلان چھا واٲنی ژھل

میٖانہِ آٲنگنہٕ نیٖرکھےٚ زانٛہہ شامہِ پٕتی
بُتھ کھٹکھ ییٚنہٕ چھم گنیمٕژ چاٲنی کل

پھولہِ تہٕ پھولہِ کیاہ شالہِ مأرٕے ژیٚنےٚ ورأے
ییٚنِ سرٛوٗرسٕ راس کبتھہٕ ییٚم پوشہِ ڈل



# غزل

لفظِ راشۍ رأو لیکھو کبتھِ غزل
شاہ ژھۆکتھ اَز ننٛدرِ پھوٗمُت اہرِ بل

پتھ پرٛستانِچ خبر کُمۍ تُجۍ یہِ کتھ
کانٛہہ گوٗسونیا آزِماوان ما چھُ بل

رأسۍ وَتہٕ پٔدۍ کُمۍ سَنا گرۍ مرگہِ اَز
کس بتٕر یُتھ کُمۍ سَنا پھرِۍ آرِ پل

تِم اَسۍ گرٛتام پاءِ دۍ ژِہۍ
وُچھنۍ وُچھنۍ رووُم تاب

ہُتھ وَن چھَپہٕ مَنٛز من چھُم شانٛت
یَتھ بستی مَنٛز بس گِرداب

کتھ پیٚٹھ رۆشکھ ما وۆن تھم
کتھ پیٚٹھ کۆرتھم درشُن خاب

نظرو ہستۍ اَسۍ تولان لول
چیٚشمن مَنٛز اَسۍ ہُمتۍ آداب



# غزل

روٹہٕ اَتھس منٛز گو سیٖماب
مےٚ تہٕ پھُٹٕ اڑ وتہٕ. ساأری خاب

واوس لُجمٕژ کھٲہرن آس
آخر کوتاہ کرِہے تاب

دزٕ دزٕ أندرِم زرٕ کبتھٕ بو
تس اوس ملرٕبن بٲری بٲری آب

# غزل

کتھ جایہِ پھولان پوش تہٕ کتھ جایہِ وُہان نار
یَتھ واو ہالہِ منٛز چھُ سۄبٕٹھاہ کرٛوٗٹھ لبُن تار

گُلریز پران دارِ بر ترٛوپرِتھ چھہِ یم کم لۄکھ
وولہٕ میانہِ متیا تھاو قدم بوز ہَنا پرٛار

تارکھ نبس چھُنہٕ اَز سہ بُتر زوٗنہِ کرِ گٲج گاہ
پتھرُن چھُ سۄبٕٹھاہ کرٛوٗٹھ وَچھس گۄب چھُ تمُس بار

گلہِ ٹۄرٕ چھہِ ما درٛینٛٹھی گرٛھان سونتہٕ کالس منٛز
گو قرنہٕ پھیُر پرٛتھ جایہِ بسان وونی چھہِ اَز شہمار

سرۄرٕ چھیاپےَ ژےٚ کینٛہہ تھکہٕ پینٛڈ چھےٚ دِیان اَز
کتھ جایہِ تراوکھ لر چھہِ ژوٗوا پٲرٕ خارٕ ے خار



# غزل

چھپن جایا وُچھو نا میانہٕ باپتھ
تہٕ سوٗنچ واو گرٚایا میانہٕ باپتھ

یہٕ دٕزہٕش تن کتھن شیٚہلاو دٕنی تو
چھےٚ ما گُنہٕ کانٛہہ تہٕ ژھایا میانہٕ باپتھ

ہتن زاگان مےٚ چھِم ۔ اَز یار پنہٕ نی
گٕرو نا کانٛہہ ووپایا میانہٕ باپتھ

مُٹھِم تم دوہ سمان تیٚلہٕ لانٛگہٕ پیٹھ اَسی
گو بیٚہش از یہٕ کایا میانہٕ باپتھ

سرٛوٗرس کھُر چھُ آمُت ازلہٕ لأنس
یوہے مُشکِل بقایا میانہٕ باپتھ



# غزل

تمہِ شہرِ کوّت گٔمتی لُٹھ وَتہٕ کس سنا چھےٚ ژھاران
کتھ دارِ از دزان ژونگ اَچھ دارِ اوٗش چھےٚ ہاران

تیلہِ اٰسی تم مٔرِ ھلی دوہ سمکھان اکھ اَکس اٰسی
گو قرنہٕ پھیُر توٗے ما ونٛ ہارِ از چھےٚ حأران

افتابہٕ لوٗسی تھےٚ اٰسن سمکھان سعہ ڈل ڈٕہس پیٹھ
اَجہِ راٗژ تتھ نبس تل کُس کس سناوٕن پَرارن

چھٕنہٕ سوٗنتہٕ واو ژاوان یتھ وارِ گُن قدم ووٕنی
کتھ پیٹھ چھوٗنی یثبرِ زل نحتے چھےٚ پان ماران

کوٗر ما اثر تہِ کانہہ از کتھ وٕے سروٗرِ چانہٕ
مس کھاٗسی سورمہٕ چیٖشمو ہاران سو خوٗنِ باران



# غزل

کنڈٕ بن تن آیتن تھاوٕنۍ پیٚیم اَز
ژٕے روستے راتھ بیٚیہٕ چھاوٕنۍ پیٚیم اَز

بٕہ پھشیوٗرُس سرحدن چکہٕ چاو اوسُم
مگر وَن چھِھ پٔنٕنۍ ترٛاوٕنۍ پیٚیم اَز

وَتَن کوٗر پوشہٕ ورشُن سوٗنتہٕ واون
سو شینٛچھ پرٛتھ کانٛسہٕ میٚے باوٕنۍ پیٚیم اَز

مےٚ ہاوس اُسی گرٕ ئمتی آش رٕ ئچھمٕژ
مےٚ سوے مرٕ ننٛدرٕ وُچھ ساوٕنۍ پیٚیم اَز

چھےٚ دَگ للہٕ وٕنۍ سروٗرس کیاز ہمدم
تمٕس سوے کتھ ژتٕس پاوٕنۍ پیٚیم اَز



# غزل

رٔچھِتھ تھووُم وچھس منٛز خاب ژیٚیے گٔیت
شرٛ پِتھ گومُت أچھن چھُم آب ژیٚیے گٔیت

وُچھِتھ سیٖماب تَن چأنۍ چھُس بہٕ کرٛ یشان
تۄے وونان بہٕ چھُس کیٚمخاب ژیٚیے گٔیت

کھوٗژُم ہلمس اندر اوٗند پوٚکھ مےٚ سوٗرے
روٗٹُم موچھِ منٛز تۄے سیٖماب ژیٚیے گٔیت

نبکھ تارکھ گٔنٛزرِ تمۍ رأتۍ راتس
مےٚ گِنٛد پانس اوٗنُم ماہتاب ژیٚیے گٔیت

سرٗورنٛ وجدٕ ییتھ لیٚچھ غزل از
دِتُن سازَس تۄے مِظراب ژیٚیے گٔیت



# غزل

ژھایہِ گیتے رُودِم گرژھان سوریہِ راتھ
پڑتھ اَکس رؤدُس پرژھان سوریہِ راتھ

تس اگر نےَ اوس میونےُ سرژہہ تۂ لول
ٲلو بہٕ کتھ اوُسُس وِسان سوریہِ راتھ

از اگر سوے اؤبرٕ لاہ کھۄژ پژاَنی پاَٹھی
نازنین روین وُچھان سوریہِ راتھ

سوٗنژلہِ ہشدی رنگ تمُی رنگرٕی اُجرٕی۔ ہرموکھس
وُچھ مےٚ چھم دُب دُب ہُران سوریہِ راتھ

تس زُوَل مالے زُلف برہم کُرِن وُچھ لوونس
دِل سرٕوٚرس گو برٕمان سوریہِ راتھ



اَسہِ ما بۄزُے تٔمۍ کیٚاہ وۄن
کتھ پیٚٹھ بٔلۍ مولہٕ ناوٕنۍ کتھ

گاٹُل اَسِتھ تٔمۍ ووٕنۍ ژیٚون
کِتھ پأٹھۍ گرِٕژھ ابہٕ ساوٕنۍ کتھ

ووٚنٕد باوٕژ یۆد وُٹھ روشن
چیٚشمہٕ گرژھن کرٕناوٕنۍ کتھ

آسہِ سرٛوٕرسٓ پےَ پانس
پرٛزِ کِتھ پأٹھۍ اَنزراوٕنۍ کتھ



# غزل

تَس پیٹھِ اَز منساوِنی کتھ
کتھ پیٹھ اُس پشلاوِنی کتھ

ہرگاہ کانہہ تھوِ بڑنبن تاَری
پڑِ ما ہنگہِ منگہِ ترٛاوِنی کتھ

وٕتھی تَن کوتاہ ووتھِ ووٕنی شور
کر یوٗژھ گرِژھ اَسہِ راوِنی کتھ

# غزل

گاہے چھُ سئدر گاہ مےٚ چھُم صحراو أچھن تل
گاہے چھُ دَزان نار تےٚ گاہ واو أچھن تل

وتھ وُنہِ چھےٚ شۄنگِتھ سونتہٕ کالن کۄر نہٕ اثر کانٛہہ
تَس آسہِ شاید وُنہِ سُہ آدٕمی کھاو أچھن تل

چھُنہٕ کاوینٛز وولا کھسان کانٛہہ گام کُنتھ وونی
نہَ چھُ چیرُی گیوشا کانٛہہ نےٚ چھُ گرشان ٹاو أچھن تل

یَس سورمہٕ أچھن نیۆکھ مہُتھ زۆنہٕ رأژن منٛز
گُلریز پران چھُم مےٚ تسُنٛد ناو أچھن تل

نےٚ دِیُت زمانَن ساتھ نےٚ شیٖہلا ن أندرِم دَگ
نےٚ وُچھ مےٚ کران پوشہِ تھُر پأراو أچھن تل



# غزل

لگہِ بُستی ینہٕ اَز نار تہٕ پیتہٕ ما طوطہٕ کلن
ینہٕ گرٛزِ ووٗنی بیٚیہٕ شہمار تہٕ پیتہٕ ما طوطہٕ کلن

یَتھ شہرس کھٔرٛمژ ہان تہٕ ینہٕ کھسہِ مَٹہِ یارس
کرِ کانٛژھاہ ینہٕ ساٗ پھیٛار تہٕ پیتہٕ ما طوطہٕ کلن

ینہٕ وبتھ سوتہِ آگرِ اَز تہٕ وُٹھ ما ترٛیشہِ ہوکھن
کتھ کرِ ہَو کتھِ چھُنہٕ وار تہٕ پیتہٕ ما طوطہٕ کلن

شِنہٕ سنگرن ینہٕ لگہِ ہام تہٕ سورگس بنہِ شِنٛ یاہ
ینہٕ وٗسی وٗسی ین کوہسار تہٕ پیتہٕ ما طوطہٕ کلن

وٗلہِ گٹہٕ زول یوٚ دوَے نال تہٕ وَتہٕ اِدِ راٗسی گرٛژھن
وَن وِگنمن تیٚلہِ اژِ لار تہٕ پیتہٕ ما طوطہٕ کلن



# غزل

رِچھِ گرِ مَژ چھُم پوٚت پھیر متیو
پتہٕ پھیری پنہٕ گژھِ ژیر متیو

دَرٕ اُلجمژ زۄن چھس عارما چھُے
برٕ گاٗمژ چھس بو زیر متیو

کارِ خم چھُم لوٚگمُت داٗدی باوے
وولہٕ شالہٕ ماٗر ساٗلس نیر متیو

شوقہٕ بُری بُری کھاسِن موے تھووٚمے
بییہٕ ملرِن کھاٗرِم ڈیر متیو

پرٕ غزلا سرٗورٗنؔ دِل پھولہِ ہسم
بلہٕ بیمار مو لاگ ژیر متیو



# غزل

رٔچھ رٔچھ مےٚ تھاوٕ متی چھم لوٗہتی گولاب سوزے
مس کھاسی سورمہٕ چیشمن برٔی برٔی شراب سوزے

کمہٕ زوٗنہٕ راٗژ راوہم چانبن وتن دِوان وٕنی
دپہٕ کھےٚ تہٕ تیٚلہِ بہٕ سوزے تمہٕنے حِساب سوزے

لوٗہتی بہٕ پوش لاگےٚ اَشہِ وانہِ پاد چھسلہٕ ہے
نذرانہٕ کیٛاہ دِمےٚ بو بس ڈالہِ خاب سوزے

کرٕ کیٛاہ بہٕ لولہٕ نارس دِل چھُم نہٕ مُنہِ قرارس
گژاون اگر تھوَکھ کن تیٚلہِ بو جواب سوزے

سروٗرٕ کوٕ ژٕ نالان کوٗنسُر چھُ نیٚندرِ پیومُت
لیٚکھی لیٚکھی مےٚ تھاوٕمژ چھم لوٗلچ کِتاب سوزے



گیٖر دم پھُٹ ہاوس دٕر لُج وٕتھ
سرٕ کرٕ ہَو، کتہِ پُرساٖنے وۄتھ

تیٖلہِ مأکہٕ لگان أسی دِویہٕ بلن
ہےَ کر تامتھ سُے واٖنے وۄتھ

ریٖشی مالُین ییٖتہِ اوس تتھ کیٛاہ گوَ
پیٖنڈ ترٛأوِتھ زن اِنساٖنے وۄتھ



# غزل

مُأتۍ آبس کتہِ پُرسانٕے وۄتھ
ییٚلہِ بُترأژ پیٹھ اسمانٕے وۄتھ

ۂدۍ کھاہ کھل بَرٕ گأرۍ پوشہِ پھُلےَ
بییٚہِ نُأجدٕ وَنس طوٗفانٕے وۄتھ

زُنہٕ گاشس اِنسانن ۂژھ تھر
ییٚلہِ مَرِژ نیٖڈرے شیطانٕے وۄتھ

کھنان دۄدٕ کول چھُ کُس شیٖر پنٕہٕ باپتھ
چھِ مُتۍ فرہاد شاید نیٖنٛدرِ پیٖمتۍ

چھُ کَس ارمان گتھ کرِ شمٕہٕ ہسے پتھ
دَزان پروانہٕ ذٔزی ذٔزی تِم سوٚیتیٖمتۍ

رِچھکھ کتھ کِتۍ سرٕوٗرا خاب پگہٕکۍ
وُچھان چھُکھ نا چھِ تِم ساٚری چھوٚتیٖمتۍ



# غزل

نیکؤ تارکھ ژٔے یتھ پھلواہ چھِ گاٸمتی
چھِ کتیاہ رِند ژٔے گُن وُچھی وُچھی متیٸمتی

خبر احساس ما گوٚے یام وُچھ تھکھ
ہَرُد لگہٕ نےٚ چھِ کم کم گُل ہرٸمتی

خطاہ کس کیٛاہ وَنو کم آری زوے ہیتھ
چھِ کم مجنوٗن ژٔے گُن وُچھِتھے برٸمیمتی

چھِ نا تم پوشہِ نوٗلے ہوشہِ ڈٗلۍ ہتۍ
کران یم اٗسۍ راتس آہ وزاٗری

تیٚمِس سورتال راوان زِندگی ہشۍ
ژھینان تس تارِ سازس چاٗرۍ چاٗری

چھپِن جایہِ تیٚمِس راٗوسے چھُ زانان
دَزُن تاپلۍ ژنجوٗ بیٚیہِ یار ماٗری

سرٕ رو تمۍ چھِ زخمن کرٕ اٗلۍ اِنشمتۍ
توَے تس سورمہِ چیٚشمن خوٗن جاٗری



## غزل

أچھن چھم زۄن نُبمِش پژآرٕ پژآرٕ
تہٕ ہَن ہَن زٲجنم أمِ لولہٕ نٲری

بہٕ کتھٕ باوے چھُ کیٛاہ گدرِتھ مےٚ آمُت
وُچھان چھُکھ نامےٚ کرٛاہ بے قراری

چھِ پھۆلمتۍ یوسمن أمِج کرٛاو پوشن
مگر ہُتھ وارِ وُنہٕ برنٕہن چھِ تٲری

کٔمی چھاو شٕہج بوٗنی تےَ کس دژاے أندرِم شر
تس لولہٕ وآلس یاد چھا وُنہِ چون سےُ اَنہار

پوشن لگٔیا بیٚیہِ کژاو بیٚیہِ ہُتھ مرگہِ کھسٔیا بوش
بیٚیہِ حاتما کانژھا ییا ژھیٚوراوِ اتھَو نار

ریٚشی وارِ خبر کیازِ ڈوٗل انہار کٔمی دیُت شاپھ
سروٗرٕ ژےٚ کتھ بژأنتی گرژھان واتہِ مدنوار



## غزل

کُمُ شائلی تارکھ ہاؤی نےَ کتھ پیٹھ ژےٚ اُلجی لار
ہا واوِ فِضا صاف چھُنہٕ تامتھ ژٕ ییٚتی پژار

وِج رۄز وولان رأتی راتس کس یہِ بُترِ اوس
کُس ژھارِ ہے از زۄنہٕ گاشس وولرِہے مَنز تار

موٚٹھ بول بوشے پوشِنۄلس کُکلہِ گگُو گۄ
وَن ہارِ اُلجہٕ سورمہٕ چیٚشمن از چھےٚ اَشِس دار

نِیلس نبس تل رأتی راتس ڈیٖر تڑاوکھ کتھ
یہِ چھےٚ کایناتھٕے آوسیمٕژ ڈٔنڈی چھِہ اِمکی خام

آدم چھُ بے بَس توٚژھ چھےٚ رٕنیمٕژ تہٕ سفر زیوٚٹھ
ہا پانہٕ کتھن لر ژٕ تڑاوکھ دِل ژٕٹے گرٕشھی رام

ٔکمہِ برٔ آنٕز سرٕدٔرو ژٕ زُوان چھُکھ، تہٕ کسٕنز آش
یتھ واوٕ ہالے مَنٕز ژٕ دولہٕ ٹھہراو قدم تام



# غزل

وٲرٲگی وتن پکٕو نٕہ مسافِر تہٕ نہٕ ہیٚژ سام
تتھ پتھرِ کرَو ناو کیٛاہ یتھ زیوٗٹھ سَپُد شام

دیوانگی ہُنٛد حد اگر کاںٛہہ اوس وٕنِس تل
کوٕ ساد منوشا مےٚ ون، مولہٕ وکھٕ ژٕ پنٕنۍ کرٛام

نےٚ پوش پھولان از چھِ نَین نےٚ چھِ وُزان ناگ
کمہِ شہرٕ وُڑو آکھ گرِتھ گرٛھ ژٕ پُنٕن گام

# غزل

چانہِ ناوے مےٗ لیکھِم نامےَ توَے
ژاٗنگی ژھیوٗ رِتھ تھوٗمِ سَرِ شامےَ توَے

دِگنہِ اوٗش مے ووٗ تھُم راٗتی راتس مگر
کتہِ بہٕ ژھارتھ ژٕ ون گامہٕ گامے توَے

دور سٗنی یاس سیتاؔیہِ ما چارٕ لوٗگ
رامہٕ رامےَ پوٗرُن گامہٕ گامےَ توَے

# غزل

بلایہِ راتھ أزِچ دِمےَ پلکھ ژٕ میٖانہِ بڑأندی کر
ژٕ نےَ یِہم بہٕ ویٖہہ کھمےَ پلکھ ژٕ میٖانہِ بڑأندی کر

مےٚ پوشہِ پھٗتی چھکرٕی وتَن مےٚ زٕول آنگنس کوٚرُم
پٔنُن بہِ ٹوٗٹھ زُو وندے پلکھ ژٕ میٖانہِ بڑأندی کر

ژےٚ کر دِتُھ دِلاسہٕ زانٕہہ مےٚ کر پرٕ ژٕہتھ خبر اَتر
بہٕ کاژٕ زٕون گجس غمےٕ پلکھ ژٕ میٖانہِ بڑأندی کر

مےٚ کرنہٕ دارِ اوٚش ژھوٚتُم مےٚ کرنہٕ نال سٕری سپُن
وٕں کیٖاہ بہٕ شیٚچھ خبر ہمےَ پلکھ ژٕ میٖانہِ بڑأندی کر

سرٕورٕ کٕمی ژےٚ کن برٕی مےٚ روو دِلس قرار اَز
زُوان بہٕ چھس روٚتُم مےٚ دَے پلکھ ژٕ میٖانہِ بڑأندی کر



# غزل

کرِ یۆد کران رؤزِن ہتہٕ ئدی بہانہٕ کانٛژھا
مےٚ تہِ ہاوی تو خودارا میٛونُے مکانہٕ کانٛژھا

ئکی ئکی چھُ ماوٕنِس تل منٛزِل بہٕ واتہٕ کوٚت کوٚت
پرٛتھ کانٛہہ چھُ وُٹھ سُوِتھ از مُشریاہ دہانہٕ کانٛژھا

وتہٕ ئدی چھِ رأسی گأمتی بُتراتھ اَز ژھوکیمٕژ
گرٛژھِ کوٚت بہٕ کتہِ چھُ میٛونُے ؤنی تَو ٹھِکانہٕ کانٛژھا

چھوٚن نوٚن بہٕ چھُس کُنُے زوٚن مُتیٛ خاب وُنہِ تہِ وونان
ونہٕ وأسی مےٚ ہیٛؤ بنِن زد آسیاہ دیوٚانہٕ کانٛژھا

سرؤرِ شار لیکھٕنٕ ژانٛگن چھُ خۄن زالُن
کس ٹارِ کھسہِ تہٕ ادِ گیوٚ چونُے ترانہٕ کانٛژھا



بژم چھُ دُنیا ہاوس کتھ گُیت رچھو
زہرِ گلۍ پیٚے مےٚ چینژ دامہٕ دامےٚ توَے

ناگہٕ بلہٕ نےٚ خبر وِگنہٕ بیٚیہٕ کرنژن
خۏنہٕ میٚانےٚ رٕنگن ما جامےٚ توَے

دادِ چانےٚ بہٕ پھیران چھُس سرحدن
چھَم دِوان اَز مےٚ پِترٕنہٕ پامےٚ توَے

ہا سرٕوٚرو ژٕ یِکھنا ژیٚو ہا سون گُن
زوٚل کرِ ہا وتن شامہٕ شامےٚ توَے



پھولن یوٚد پوش بیٚیہِ ووٗنی مر گٗذارَن
گٗوِن کوٚستوٗری بیٚیہِ جَل واتہِ شاید

زُلف چھکرِن کھوٚٹُن ییٚلہِ ماہِ تابان
بوٚشُرُ پڑاران یئشُرِزل واتہِ شاید

مڑر اَز باگہِ آمُت چھے سروٗرسؔ
اما ووٗنی میئیٗنی مَسول واتہِ شاید



## غزل

کتھن أسۍ بیٚیہِ دِمو دَل واتہِ شاید
وُنل چھم ونہِ أچھن تل واتہِ، شاید

کوٚرُس ما کأنسہِ بوٚنبرُن ءگنٛ وُنستام
سو رٕو تٕنۍ بیٚیہِ چھےٚ کومل واتہِ شاید

چھِ ما تس کأنٛسہِ اَز تعویزٕ کرۍ متۍ
مےٚ گأمژ ئلو چھےٚ گانٛگل واتہِ شاید

# غزل

ہولہِ چانے گُجسیوو دلبرو لو
زالہِ گُل بو گُجسیوو دِلبرو لو

راتھ رأوم پڑاران خوُن ہاران
مایہِ چانے وٚجسیوو دِلبرو لو

تھامہِ گأمِش چھسِ بو چھِندریمِش
یونہِ سوئتے گُجسیوو دِلبرو لو

# غزل

وُچھس مَنٛز نار للہٕ نوٗوم وُنٛیُتام
ژٕے رۄسُتے کأنٛسہِ ما بوٗوم وُنٛیُتام

تٔمِس ما آسہِ ووٚنۍ احساس گوٚمُت
یٔمِس زۄ آیتن تھوٗوم وُنٛیُتام

مٔتھِس تِم واٖدِ سأری یاد ما چھُس
تھکِے کیٛاہ ؠکتہِ لٹہِ چوٗوم وُنٛیُتام

شبُس ترِ ہے سُہ یوٗگن زۄل کرٕ ہا
پٔنُن دِل پانٕہٕ سنٛبھلوٗوم وُنٛیُتام

سرۄرٚس کیٛاہ وَنو تٔمۍ کر خبر ہیٚرٕ
مےٚ کِتھٕ گٔنٛز نار شیٚہلوٗوم وُنٛیُتام



# غزل

نارَس نرِ دِتھ پڑاوکھ کیٚاہ
دۄ دمُت دِل شیٚہلاوکھ کیٚاہ

یَتھ شِنہٕ شہرس ڈۄلمُت رنٛگ
پرٛ ژھیےٚ کانٛہہ تس ہاوکھ کیٚاہ

بَرٕ گیہٕ کرتام، بادام وآر
ووٗنی ونتم ییٚتہٕ چھاوکھ کیٚاہ

پتہِ دِتہِ کن دِلچِپن ڈُبرائیَن
واڈِ پھُڑتھ ڈٔجسیوو دِلبرو لو

چانہِ دادے بہِ لُجسے صٔحراوَن
ہجرِ نارن تجسیوو دِلبرو لو

باغ ترٛاوِتھ درٛایِس روگہِ روگے
پَتھ وَنہِ نہِ پھُجسیوو دِلبرو لو

ہا سروٗرو ینہِ مے یاد کرِہم
گرِ ترٛاوِتھ ژٔجسیوو دِلبرو لو



# غزل

لوکچار وُپھل واو خبر کور کُنتھ دزاو
سمکھی تہٕ گرۍ زبس گراو خبر کور کُنتھ دژاو

سُلہِ سونتہٕ یینبرٕزل چھےٚ کران پأنۍ پانےٚ ساز
بوٚمبُر چھُ گِنڈان داو خبر کور کُنتھ دژاو

شبنم چھُ بران ٹوٗرۍ گُلالن چھُ دزان وَچھ
کرِ کتہِ سُہ ووٗنۍ ٹھہراو خبر کور کُنتھ دژاو

واوس چھُ مِلتھ نافہٕ ہُہ وُچھ اَہربل خاموش
نےٚ کاو گُنہِ نےٚ ٹاو خبر کور کُنتھ دژاو

سٔدرس یہِ گُس وٚوتھ ژھانٹہِ کُمۍ پأرآو غزل اَز
سرؤرٕ کھور ٹھہراو خبر کور کُنتھ دژاو



ہرنۂ أچھن چھے لُجمِژ زۄن
سورمہٕ أچھو اوش ترٛاوَکھ کیٚاہ

ژٕ تہٕ چھُکھ میٲنی پاٹھۍ نۄن چھۄن
پَلہٕ کیٚاہ چھے منساوکھ کیٚاہ

میخانس دِتی پردٕ تاٲری
تشنہٕ لبن ووٚنی چھاوکھ کیٚاہ

سرۄرٕ کٲمی تام کھٲٹِژ زۄن
گٹہٕ پچھِ وَن ییٚتہٕ چاوکھ کیٚاہ



# غزل

دود أندرِم غآر زانس باوِ گُس
روٗشہٕ متی سے ونتہٕ ووٗنی منہٕ ناوِ گُس

مأنزِ گُلی موٗرِتھ خبر تُمی پڑوو کیٛاہ
چھوکھ وَچھَس میأنِس اما گٲنزراوِ گُس

تشنہٕ لب رِنٛد اَز پھِشان آسی وُٹھ مگر
مَلرِ خألی، جام ژھری، ووٗنی چاوِ گُس

# غزل

چھٹنہٕ لأزِم تڗاوُن ڈاپھ تہٕ پتہٕ اڍ کتہِ سمکھوَ
دِیہِ کانڗھاہ ییٔنہٕ اَسہِ شاپھ تہٕ پتہٕ اڍ کتہِ سمکھوَ

کھوٚت اوٚبرٕ لوٚنگا ہُمہِ بأ‍لی تہٕ دِیہِ کتہِ ڈیرٕ ہسأ
وولہٕ تامتھ چھاوَو تاپھ تہٕ پتہٕ اڍ کتہِ سمکھوَ

ییٚلہِ ٹاربن مَنٛز ٲوش آسہِ تہٕ وُٹھ کملاوِنی کتَھ
کتھِ اٰخر دِنٛی پزِ ژاپھ تہٕ پتہٕ اڍ کتہِ سمکھوَ

لگہِ بۄلی خبر کتھ جایہِ تہٕ کم کم گڗاکھ سمن
کتھ کتھِ گڗھِ کتھ اَز صاف تہٕ پتہٕ اڍ کتہِ سمکھوَ

وولہٕ نغمہٕ سرۄرٕنٛی بوز تہٕ دلوٕ ژیٚتہِ شہلی دِل
نتہٕ لاگکھ ژٕ تہِ ئلو زاپھ تہٕ پتہٕ اڍ کتہِ سمکھوَ



# غزل

مرگہِ منٛز بو تژاوِ ہا لرِ پژاٗنۍ پاٹھۍ
بیٚیہِ وُڑو ریٚشۍ وارِ کرِ ہا پژاٗنۍ پاٹھۍ

راس کر زانہہ آے یم صحراو مے
چھُس بہِتھ خاموش بو اتژاٗنۍ پاٹھۍ

زانہِ سُے یَس آسہِ للہِ وِنۍ دَگ دِلس
آسہِ پچھتاوان سُہ تہِ از ساٗنۍ پاٹھۍ

بُلبُلا گرژھ وارِ پٹھ بیٚہہ میانہِ ژے
بول بوشا گرۍ زِ تتہِ نُنڈِ باٗنۍ پاٹھۍ

یوٚد پرژھی کانژھا سروٗرنٛی شیٚچھ خبر
یور وٗنۍ زبس سُہ تہِ چھُ دم پھُٹ میاٗنۍ پاٹھۍ



راتِ راتس اوس ہاران دارِ اوٗش
ووٚنۍ پۆتم پہرن اما تس ساوِ کُس

زوٗنہِ راٗژن کتہِ چھُ از سۓ پژون دَم
پانپرِ چھِ تس زوٗنہِ ووٚنۍ وُزِ ناوِ کُس

پھیرِ کیٛاہ گامن شہارن ہبتھ سہ موٚت
لول لولس چھُس کٕنٕن وَن چھاوِ کُس

پتہٕ سروٗرس نیاے لوٗلک دژوگ سنٛبھاہ
تس مدنوارس وراٗے اٗنزراوِ کُس



یِوان ووٚلسنس ییٚلہِ مےٚ ارمان انہرِ
چوان زَن بہٕ چھُس جامِ جم رٲتی راتس

مےٚ لٕج زوٗن چیٚشمن تمِس پژٲری پژٲری
مےٚ پیٚترٕن تھوٚوُن وُچھ صدم رٲتی راتس

بہٕ پژاریوٗس تتہٕ نے وَنے کیاہ نِگارس
مےٚ پیٚتہِ نَس دوٗپُن رٹھ قدم رٲتی راتس

مُرشِدٕ ھج واو گرٛاایا تہٕ سوٚنتُک سروٗرا
دِوان کوِ سَنا چھُم بہِ بزم رٲتی راتس



# غزل

أچھن تل مےٚ چھُم سُے صنم رأتی راتس
پرٚیشان تیمِس زُلفِ خم رأتی راتس

خبر چھا بِژُتَس، ہےٚ بے وایہِ وَنہٕ ہَس
رٕنگِس کٕمؠ سَنا مأتزِ نم رأتی راتس

گُلابو تسُند روے ڈیشِتھ مُشک ژھوٚٹ
رٕچھَن توٗگ مےٚ کر زأتھہ یہِ دم رأتی راتس

باگی چھٹہٕ یتھ لبتی آمُت سوٗنتہٕ ہوا
گرٕشمنز ژنڈ سوغات تہٕ بیٚیہٕ بس تاپہٕ تژر

مسولہِ گُمہٕ پھٕٹۍ رُمہٕ تنہِ باسان ہنہِ ہنہِ دَگ
پھٕرِینہٕ لتس وٕہراتھ تہٕ بیٚیہٕ بس تاپہٕ تژر

شار سرٕوٕرٕنٓی مانے مطلب کیٛاہ تھاوَن
ووٕلسن ییٚلہِ جذباتھ تہٕ بیٚیہٕ بس تاپہٕ تژر



# غزل

ژٕری پیٹھی پیٹھٕ راتھ تہٕ بێیہٕ بس تاپہٕ ترٛشر
ہے بُنگہٕ آدٕمی ذاتھ تہٕ بێیہٕ بس تاپہٕ ترٛشر

دَزٕوُن پرٛتھ اندٕ نار تہٕ سڑکن وُٹھ ہوٚکھیٕمتی
دٕہلد گیہٕ بُتراتھ تہٕ بێیہٕ بس تاپہٕ ترٛشر

صحراوس مَنٛز کیتھٕ شیٚہجارٕ چ آش رَچھو
لانہٕ چھُ یی سوغات تہٕ بێیہٕ بس تاپہٕ ترٛشر

تَمہِ جنگلہٕ ژٕلِتھ آے خبر ءکتۍ خودا دوست
یٚیمہِ سیٚکلہِ فقط زِنٛدٕ مےٚ تھٲو کژام کُنی زٕنۍ

وٲناکھ سٕدرٕ زُوی تہٕ سبٕٹھاہ کرٕوٕٹھ سفر پیٚوم
رتہٕ دٲوی وتن ہُنٛد وُچھم انجام کُنی زٕنۍ

یٚیمہِ کاییناتکۍ رنٛگ تہِ سرٕورٓس چھِ أچھن تل
ہُتھ بُتلہِ نژان از وُچھم گُلفام کُنی زٕنۍ



# غزل

سہلاب سٕرِم کٔتۍ وُنیٛکتام گُنی زٲنۍ
بییہِ کرٔڈھِ وُچھِم کٔتۍ صُبح شام گُنی زٲنۍ

تَتھ نٔجدٕ وَنس ؤٲنۍ مےٚ دِتِم اَز تہٕ دِوان چھُس
بے وایہِ مےٚ چێیے خٗونہٕ جِگرٕکۍ جام گُنی زٲنۍ

شب اوس نپان تارکن گرٛیشد ہیچ نہٕ گٔرِتھ مے
موٗنُم زِے گٔرِم کٔتہٕ ہَن دِل رام گُنی زٲنۍ

گۄمُت ئُری نال چھُم دامانہٕ چۄرُم
مےٚ ما چومُت شرابِ نأب اَز تام

ژٕ کتھ گٔنژرکھ دِٕلکۍ یم داغ میأنۍ
وُچھان آہم أچھن مَنٛز تاب اَز تام

سرۄ رٟس کیٛاہ پرٛژھکھ کیٚتھٕ دٕہن گٔذأرِن
چھِ تٔمۍ وُٕچھمتۍ سیٚبٕٹھاہ سہلاب اَز تام



## غزل

أچھن منٛز کرۍ چھتھ ژێےٚ خاب اَز تام
دوہے وِدِناوی تھکھ احباب اَز تام

تھکِہ کیٛاہ ترٛیشہِ ہُتۍ ہے تاب روٗم
تَوے گلہِ گلہِ مےٚ چو تیزاب اَز تام

بَنَن زد چھٕس کوٚرُم از سُجدٕ ژێےٚ گُن
مےٚ کر اوٚند پوٚکھ وُچھُم شاداب اَز تام

ہُتھ مرگہِ چھےٚ ما گُنہِ ناپٕچ بوٚے
پَتھ مرگہِ چھُ وٚوتھمُت ہرنس بوش

نہَ چھُ کھاسبن موٚے نہَ چھُ چیٚشمن سرٛیہہٕ
نہَ چھُ کلہٕ والس از پانس ہوش

کتھ یارِ ونس منٛز ہرنہٕ نژان
کتھ صٔحراوس منٛز برٕگے پوش

وَنہٕ ہکھ تہٕ سرٕوٕرو گُس بوزی
یتھ بُستی منٛز چھِنہٕ کانٛسی گوش



# غزل

یٚیمہِ شہرٕچ پرٛتھ کانٛہہ وتھ خاموش
یٚیتہِ شاید پتہٕ وَتھ یِی ما روش

چھُنہٕ سٔدرس توٗژھ کانٛہہ برٛونٛہہ پکہِ ہے
ہۆکھی آرٕ بلےٕ گیہِ وٚتھ رو پوش

نہَ چھُ بۆمبرُن گٔنٛز نہَ چھِ دپھِ پۆشرٕنی
وِرِ ہوچھِٕرٛ دژامتی آکاٗلی پوش

برٕ أژی تھےٕ وُچھ واپس دژام
کینٛہہ ما بوُون لُکھٕظن مَنٛز

یہِ تہِ اوُس وقتُک قرنے پھُیٛر
سُہ تہِ منٛدچھوُون لُکھٕظن مَنٛز

موچھِ مَنٛز مےٚ تہِ روٗٹ پنہٕ نُے من
سُہ تہِ برٛمہٕ روُون لُکھٕظن مَنٛز

باگہِ سرٕرے لتس ما آو
سُہ تہِ وٕسروون لُکھٕظن مَنٛز



# غزل

بُتھ بدلوٗن لُخطن منٛز
پَلہِ کیٛاہ پوٗن لُخطن منٛز

واراہ گٔری تٔمۍ مُتۍ اَزتامہٕ
گُس رنٛزنوٗن لُخطن منٛز

کٔتۍ کٔتۍ کتہٕ نٔے سورُے چھُس
کیٛاہ اَبہٕ سوٗن لُخطن منٛز

شِہلی دوہ گُٲ فِضا باسان ٹیٹھۆمُت
توَے ما بُتھ چھُ ژٕ گُرِتھ آسمانس

نَتے کر ٲسی اسہِ تِتھی خاب وُٕچھِتی
گرس مَنٛز دٕہی ژھبتے گاٮ۪شہ چھےٚ دانس

خبر کُمی بٲے چاٮ۪رُک گاش ژھیٚو روو
چھُ ما کاثہہ ژونگ زالان محلہٕ خانس

چھُ مُشکل کوٚت راوَن تیٚوٗل سروٗرسؔ
یہِ زانان سُے تیٚمِس گڈران چھُ پانس



# غزل

سمن بل رأوی سمکھو کتھ ٹھِکانس
وَنو کیٚاہ دأدی أنٛدرِم غأر زانس

نہٕ گُنہِ اَز چیرُی گیٚوشا نےَ بول بوشا
چھُنہٕ فالو بنٛد کلُف لۆگمُت دُکانس

گرن درواز ؤتھی آنٛگن چھِ خأّلی
خبر رنٛگ کتیٚ بدلن یتھ زمانس

# Loveh Hati Gulaab

(Poetry Collection)



J.L. Saroor